याचे न कंचन न कंचन वञ्चयामि
सेवे न कंचन निरस्तसमस्त दैन्य:।
श्लक्ष्णं वसे मधुर मद्मि भजे वरस्त्री
देवि! हृदि स्फुरति मे कुलकामधेनु: ॥१९॥

انسی منگہ نہ بیہ کینسی تارہ نہ بازی    عار چھ تراوہ کرنہ کینسی سیوا
راول وستر دارہ کھمہ مودری چیز    اچھ ریچھ نی سیت کرہ کھیلا
بلہ ماج بوانی ہر دیس منز میہ روزک    تلہ میانی کامنا بے سدھ سپدن

शब्दब्रह्ममयि! स्वच्छे! देवि! त्रिपुर सुन्दरि! ।
यथाशक्ति जपं पूजां ग्रहाण परमेश्वरि! ॥२

ہی شبدروپی نرمل سروپی    ہی دیوی، ہی ترپور سندری
کر یتھا شکتی مہ چانی پوجا    کر سویکار ہی پرمیشوری

नन्दन्तु साधका: सर्वे विनश्यन्तु विदूषका:
अवस्था शाम्भवी मेऽस्तु प्रसन्नोऽस्तु गुरु: सदा ॥ २१

روزتن شکمی ماج سادھک ساری    یم دوشٹھ آسن تم گلتن
شوروپ اوستھا بنتہ ماج بنتن    گورہ دیو سداہ پٹھ پرسن روزتن

दर्शनात्पाप शमनी जपान्मृत्यु विनाशिनी ।
पूजिता दुःख दौर्भाग्यहरा त्रिपुर सुन्दरी ॥२२॥

چانی درشنہ پاپ ساری چھی گلان    چانی جپہ مرتو چھو ناش سپدان
پوجا بے کن چون مہا گیوبہ کن    چھوس دوکھہ دربا گیہ دور چھس گژھان

नमामि यामिनीनाथ लेखालङ्कृत-कुन्तलाम् ।
भवानीं भवसन्ताप निर्वापण-सुधा-नदीम् ॥२३॥

نمسکار چھوس کران ہمیس گیشس منز چھ چندرمہ پہ زلان راتس و دن
سمسار دُوکھن چھک نواران ژٕ ئی امرت ندی ھندی پہ رواہ سیت زلن

मन्त्रहीनं क्रियाहीनं विधिहीनं च यद्गतम् ।
त्वया तत्क्षम्यतां देवि! कृपया परमेश्वरि ॥२४॥

منتر ھین آسِت کریا ھین آسِت ودھی ھین آسِت ئی کینچاہ پہ رووُم
تتھ سارسُئی ہی پرمیشوری ژٕ ئی کرپایہ کن عارتس مہ ناج بخشُم

43

# अथ अम्बस्तव : ॥

ॐ नमो जगदम्बिकायै ।

—:o:—

यामाऽमनन्ति मुनयः प्रकृतिं पुराणीं
विद्येति यांश्रुतिरहस्यविदो वदन्ति ।
तामर्धपल्लवितशंकर-रूप - मुद्रां
देवीमऽनन्य शरणः शरणं प्रपद्ये ॥ १॥

یس مُنیشر آدِ پرکرتی مانان ‏ یس ونان وِدیا وید رہسہ زانہ ونی
تس شیوناتھ سنز اردانگی یوسہ ‏ شوبھائی سُس جگتس چھ رچھونی
تس آمُرت بہ ایکاگر چِت بنِت ‏ چھوس پیوان تس پادن پتھ پرن

अम्ब! स्तवेषु तव तावदऽकर्तृकाणि-
कुण्ठी भवन्ति वचसामऽपि गुम्फनानि ।
डिम्भस्य मे स्तुतिरऽसावऽसमञ्जसाऽपि-
वात्सल्य निघ्न हृदयां भवतीं धिनोति ॥२॥

ہی ماتا چانی توتا کرنس پتھ ‏ برہما واتی تی جدٔھ بنانی
مہ شر سنزی توتا بدِ چھی ٹوٹ پھوٹئی ‏ باوئے کین ہر دِیس تہ مُسکھ دیوانی

व्योमेति बिन्दुरिति नाद इतीन्दुलेखा
रूपेति वाग्भवतनूरिति मातृकेति ।

निष्यन्दमान सुखबोध सुधा स्वरूपा
विद्योतसे मनसि भाग्यवतां जनानाम् ॥३॥

چدا کاشہ روپ کن نادبند روپہ کن — چندرمہ کلاہش چھک ژہ پرزلان
وانی ہُند شبد روپ چون چھوآسوُن — شکھ تہ گیان امرت ژہ نشرِ نیران
چمکان چھک تس منز ملنس ژہ پلنئے — جگتس منز آسہ یوس بہاگوان

आविर्भवत्पुलक संततिभिः शरीरै-
र्निष्यन्दमान सलिलै र्नयनैश्च नित्यम् ।
वाग्भिश्च गद्गद-पदाभि रुपासते ये
पादौ तवाम्ब! भुवनेषु त एव धन्याः ॥४॥

آسن یس روم اوتھ دینہ شریرس — اوشہ آسس نترو نیران
وانی کن پد پری گت گچھ گچھ — یادن ژہ آسہ یُس پوجا کران
تس ہیو کوس سنا چھو تریلوکی منز — ترن بونن منز سوی چھو بہاگوان

वक्त्रं यदुद्यतमभिष्टुतये भवत्या-
स्तुभ्यं नमो यदऽपि देवि! शिरः करोति ।
चेतश्च यत्त्वयि परायणमऽम्ब! तानि
कस्याऽपि कैरऽपि भवन्ति तपोविशेषैः ॥५॥

مکھ یس آسی اودلوگہ ستُس — ہی ماج چانی توتا کرنس پٹھ
شیر پسند وی آسہ گری گری ہی موج — ژیٔ کن نمسکار کرنس پٹھ
من یس لگمت آسہ موج ژیٔ کُن — سمرن کری چون راترو دن
آسی کانہہ سو بہاگوان کتا نیخا کس تپ کے — پُرنیہ کن روزی گری گری چھیٔ شرن

मूलालवाल कुहरादुदिता भवानि!
निर्भिद्य षट् सरसिजानि तड़िल्लतेव ।
भूयोऽपि तत्र विशसि ध्रुवमण्डलेन्दु -
निःष्यन्दमान परमामृत तोय रूपा ॥ ६॥

مولادارٕ شہ دراتھ تہ رٕشہ ہمپوش چٹِتھ بجلی ہندی پاٹھی ہیرٕ کُن کھسان
سہسرٕ ڈلسی منز اژِت تورہ نیران امرت وانی رُوپہ بٕن چھی واتان

दग्धं यदा मदनमेकमनेकधा ते
मुग्धः कटाक्ष विधिरङ्कुरयां चकार ।
धत्ते तदा प्रभृति देवि! ललाट नेत्र
सत्यं ह्रियेव मुकुली कृत मिन्दुमौलिः ॥७॥

یلہ زوٗل کامدیو اکھ شیو ناتھن اکہ کٕنٛی تَتھ کیٛت اوپدا وِتھ
تتہ پیٹھ مہادیو منز للاٹک نیتر شرم کرِ اودٕوی نیتر چھو موٗژ راوِتھ

अज्ञात संभव मनाकलितान्ववायं
भिक्षुं कपालिनमवास समद्वितीयम् ।
पूर्वं कर ग्रहण मङ्गलतो भवत्याः
शम्भुं क एव बुबुधे गिरिराजकन्ये! ॥ ८॥

نہ جانمتی جنم وُ شس کولہ شس بھکیو ننگے تہ دویُمی روس ژھنت کلہ مال
چانی وِواہ بروٗنٹھ ہی ہمالہ پیتری کُس اوس زانان شیو سند حال

चर्माम्बरं च शवभस्म विलेपनं च
भिक्षाटनं च नटनं च परेत भूमौ ।
वेताल संहति-परिग्रहता च शम्भो:
शोभां बिभर्ति गिरिजे! तव साहचर्यात् ॥९॥

چرم پوشاک شمشان بھسما ملت   نژان شمشانن سو بھیک منگہ ون
بھوتہ کھل پروار آسون تس شیوس   شوبان تلہ یلہ ژہ سیت چھو پکون

कल्पोप संहरण केलिषु पण्डितानि
चण्डानि खण्डपरशोरपि ताण्डवानि ।
आलोकनेन तव कोमलितानि मातः!
लास्यात्मना परिणमन्ति जगद्विभूत्यै ॥ १०॥

کلپانتک ناش نچُو ناتہ گندُو نا   تس مہادیو سنز چھی بڈ کریڈا
ساروی سو بدلان سمیدا ین منز   ییلہ تراوان تتھ ژہ شوبھ نظرا

जन्तोरपश्चिमतनोः सति कर्मसाम्ये
निःशेष पाश पटल च्छिदुरा निमेषात् ।
कल्याणि! दैशिक कटाक्ष समाश्रयेण
कारुण्यतो भवसि शाम्भव वेद दीक्षा ॥ ११॥

جیوس کرمن سپد تتھ شدھی   اکہ نمیشہ پھانسی سموتس ژہ گالان
ژے چھک دیای کن گورہ روپ بنتھ   شوشکتی دیکھیا اپدیش ژی کران

मुक्ता विभूषणवती नव विद्रुमाभा -

यच्चेतसि स्फुरसि तारकितेव सन्ध्या ।
एकः स एव भुवन त्रय सुन्दरीणां
कन्दर्पतां व्रजति पञ्चशरीं विनाऽपि ॥ २२

...ته ماله زیور رُودره ماله چھُن چھُن    آسمه نیه چھک ژه موج شوبھا یمان
...ں پُوزرُشس آسہِ سندھیا تارکوسُش    چون سروپ یتھ ھیونت پاسان
...ں پورشس تری بھونچه یوگنئ    پانچه کان نِروس تی کامدیو سُمران

ये भावयन्त्यमृतवाहिभि रंशुजाले -
राऽप्यायमान भुवनामऽमृतेश्वरीं त्वाम् ।
ते लङ्घयन्ति ननु मातरऽलङ्घनीयां
ब्रह्मादिभिः सुर वैरैरऽपि कालकक्षाम् ॥ २३

...ی ماتا یم ژه سُروتی آسن    امرته رویه شُکھ دیوان ترن بھونن
...م تران کاله مریادا بےِ اپُور    یتھ تُرن کُھٹن برہمادکن ته دیون

यः स्फाटिकाक्ष गुण पुस्तक कुण्डिकाढ्यां
व्याख्या समुद्यत करां शरदिन्दु शुभ्राम् ।
पद्मासनां च हृदये भवती-मुपास्ते
मातः! स विश्व कविताकिक चक्रवर्ती ॥ २

...سُٹکیچ جپ مال اکه اتھ دار تھ ژه    پُوستک کمنڈل بیه دون اتھن
...دیاکھیالنس یتھ بپاکھ اتھ چھو لگُمت    چندرمس ھیو پمپوشس زن چھه آسن
...یُس یتھ دھیان کری چون موج منز منس    کوین هند چکرورت بنان سو جگتس

बर्हावतंसयुत बर्बर केशपाशां
गुञ्जावली कृत घनस्तन हार शोभाम् ।
श्यामां प्रवाल वदना सुकुमार हस्तां
त्वामेव नौमि शबरीं शबरस्य जायाम् ॥ २५॥

موریچہ مکٹہ سُس زہ چمکونی کیشہ سُس — زرہ فلی ہار سُس زہ شوبھا یُمان
چمکونی مکھ سُس تہ کومل اتھو سُس زہ — تتھ شکار بائی رویس بہ پرنام کران

स्पर्धेन किं नवलता ललितेन मुग्धे !
क्रीतं विभोः परुषमिदं त्वयेति ।
आलीजनस्य परिहास वचांसि मन्ये
मन्द स्मितेन तव देवि जड़ी भवन्ति ॥ २६॥

ہی مہا سُندری چھک زیٔ آسونیہ — منوہر تہ سُندر نچہ تہ جن
کیا زیٔ ہیتھن مولہ پتھ ھنو سوامی — لیس سخت بیہ کٹھور شیو چھو آسون
ویسن ہند اتھ ہاسی پوروک وچن — چانی کم اسنہ سیت موڑھ چھی تم بنن

ब्रह्माण्ड बुद्बुद कदम्बक संकुलोऽयं
मायोदधि - विविध दुःख तरङ्ग मालः ।
आश्चर्य मम्ब झटिति प्रलयं प्रयाति
त्वद् ध्यान संतति महा वड़वा मुखाग्नौ ॥ २७॥

برہمانڈ ببر کھل بھرت ئی مایا سدُر — دُکھ لہرو سیت برتھ آسون
آشچریہ چھو ہی موج ناشس چھو واتان — چون دھیان اتھ کہوت چھو واڑوا اگن

दाक्षायणीति कुटिलेति गुहारणीति -

कात्यायनीति कमलेति कलावतीति ।
एका सती भगवती परमार्थतो ऽपि
संदृश्यसे बहुविधा ननु नर्तकीव ॥ १८ ॥

کھ پتری ژٕ مولا دار داسنی
یا تیا بین ژٕ لچھمی ژٕ یہ
چھک کونٔی آسبت ہی موج بھوانی

پرتھ گفای منز چھک ژہ روزانی
چھکر کالاوتی تہ ژٕ بھگوتی
لبنہ چھک ایوان بہہ روپہ پتانی

आनन्द लक्षणमनाहत नाम्नि देशे
नादात्मना परिणतं तव रूपमीशे ।
प्रत्यङ्मुखेन मनसा परिचीयमानं
शंसन्ति नेत्रसलिलैः पुलकैश्च धन्याः ॥ १९

آنند رُوپی ہرتھ چکرس منز
ابھیاسہ کن انتر مکھ منہ رکن

ناد روپہ بنی یس یو نئی دھیان
اشہ سُنس کری دھیان تہ بھاگوان

त्वं चन्द्रिका शशिनि तिग्मरुचौ रुचिस्त्वं
त्वं चेतनासि पुरुषे पवने बलं त्वम् ।
त्वं स्वादुतासि सलिले शिखिनि त्वमूष्मा
निःसारमेव निखिलं त्वदृते यदि स्यात् ॥ २०

ژٕ چھکھ زوج ولانی چندس روشنی
ژٕ چھکھ چیتن پورشس آتماہ
ژٕ سواد پانس اگنس شکتی

ژٕ ہیریس ژٕ تی آسان
ژٕ پنہ [illegible] بل [illegible] سان
ژٕ روس جگت لشہ سار چھو روزان

ज्योतींषि यद्दिवि चरन्ति यदन्तरिक्षे

सूते पयांसि यदुदधि धरणीं च धत्ते ।
यद्धाति वायुरनलो यदुदर्चिरास्ते
तत्सर्वमम्ब! तव केवलऽऽमाज्ञयैव ॥२१॥

ہی ماتا یس یہ چندرمہ تارک
شیشہ ناگ یس گل پرتھوی داران
وایو فیران اگن چھو زوتان
آکاشس پیٹھ یم پرکاشس دیوان
میگھ یم رُود جگتس تراوان
تم سارِی چانی حکمہ سیت چلان

सङ्कोचमिच्छसि यदा गिरिजे तदानीं
वाक्तर्कयोस्त्वमऽसि भूमिऽरनामरूपा ।
यद्वा विकासमुपयाति यदा तदानीं
त्वन्नामरूपगणना: सुकरी भवन्ति ॥२२॥

سنکوچہ یژھا یلہ چھئے ژہ سیدان
یلہ وکاسس ایوان چھک ژہ ہی گرجی
تلہ ژہ موج من تہ بُدھ نردکار بنان
تلہ چانی نام رُوپ نن چھ نیران

भोगाय देवि भवतीं कृतिन: प्रणम्य
भ्रूकिंकरी कृत सरोज गृहा: सहस्रा: ।
चिन्तामणि-प्रचयकल्पित-केलि शैले
कल्पद्रुमोपवन एव चिरं रमन्ते ॥२३॥

ہی دیوی شکھ باپت بھاگوان
تلہ چانی بمبہ حرکچ تمن لچھمی تہ
چنتامنی رتنک سموہ بناونس
کلپہ ورکہ ستیو برمن باغن
یلہ ژٕی چھئی تم پرنام کران
ساسہ بُزہ ایشوری چھی روزان
کھیلی ہندس پہاڑس پیٹھ تم کھیلان
منز تم چرکال چھئی فیرانی

हन्तुं त्वमेव भवसि त्वदधीनमीशो !
संसार तापऽमखिलं दयया पशूनाम् ।

वैकर्तनी किरण संहतिरेव शाक्ता
धर्मं निजं शमयितुं निजयैव वृष्ट्या ॥२४॥

ہی ماج جیوس سمسار دوکھ ساری
دوکھن ہند ناش ژہ ماتھن چھو آسون
یتھ پاٹھ سر یہ چھوی پننی گرمی

چھس ژٕ ئی ناش کران دیا ہے رکن
دوکھ نورتی چھئی ژٕ ئی آدین
شمراوان پننی ورشنہ رکن

शक्तिः शरीरमधिदैवत मन्त्रमात्मा
ज्ञानं क्रिया करणमानस जालमिच्छा ।
ऐश्वर्यमायतनमावरणानि च त्वं
किं तन्न यद्भवसि देवि! शशाङ्कमौले! ॥२५॥

شریر چہ آسونی شکھتی ژہ آسونی
جیو آتما دھیان شکھتی کریا شکھتی
پژھا شکھتی ایشوری پریوار ژٕ ئی
کیا نہ چھک ژہ آسوینہ لیس سروپ تنوسند

وراٹ سروپ چھک آسونی ژٕ ئی
اندر یہ شکھتی آسنہ شکھتی ژٕ ئی
گرھدین ہنز جاے آسونی ژٕ ئی
سوی سروپ چھک پری پورن ژٕ ئی

भूमौ निवृत्तिरुदिता पयसि प्रतिष्ठा
विद्यानले मरुति शान्तिरतीव शान्ता
व्योम्नीति याः किल कलाः कलयन्ति विश्वं
तासां विदूरतरमम्ब! पदं त्वदीयम् ॥२६॥

پرتھوی منز نورتی کلا روپ ژٕ ئی
اگنس منز ودیا کلا ژہ آسونیہ
آکاشس ہمہ کلاے جگتس داران
تمو کلا بو نشہ دور چون سروپ

جلس منز پرتھشٹا کلا روپ ژٕ ئی
پونس منز شانتی کلا ژٕ ئی
تمو نشہ دور چون سروپ آسون
تمہ نشہ موج دور روزان ژٕ ئی

यावत्पदं पद सरोजयुगं त्वदीयं
नाङ्गी करोति हृदयेषु जगच्छरण्ये ! ।
तावत् विकल्प जटिलाः कुटिल प्रकारा-
स्तर्कग्रहाः समयिनां प्रलयं न यान्ति ॥२७॥

یتٕ تام نہ پاد جوٗری چانی رٹن ہر دیس
ہی جگت رچھونی تتُ تانیہ تم شک برتھیٔ یم بخث کرونی اُلٹہ وادی
موٗڑھ بہاوٗ تھٕند ناش کتی سیدی

यद् देवयान पितृयान विहार मेके
कृत्वा मनः करण मंडल सार्व भौमम् ।
याने निवेश्य तव कारण पञ्चकस्य
पर्वाणि पार्वति ! नयन्ति निजासनत्वम् ॥२८॥

یم یوگی پُرش پرانا پانہ یوگ ابھیاس کرِ کرِ یلہ پراون
اندر یہ کھیل تہ من آسکھ رینمتٕ تم سواری کران پانٕژن کارنن

स्थूलासु मूर्तिषु महीप्रमुखासु मूर्तेः
कस्याश्चनापि तव वैभव मम्ब ! यस्याः ।
पत्या गिरामपि न शक्यत एव वक्तुं
सासि स्तुता किल मयेति तितिक्षितव्यम् ॥२९॥

پرتھوی تہ پٕتھ بابہ تٕتھس تام یمہ تھول موٗرتی موج چھی آسان
کونی موٗرتی منز ہی موج بوانی چانی ہتش وبھوتی چھنہ باسان
برہما دکن تی چھونہ تتھ ہیو سامرتھ گژھ چانی گیوتھ چھنہ تم تی کینہہ ہکان
گٔنٕے وبھوتی ہندٕ گن کرِ گاین معافی دِیم مہ چھوس بہ آشا وان

कालाग्निकोटिरुचिमम्ब षडध्वशुद्धा-
वाह्लावनेषु भवतीं ममृतौघ वृष्टिम् ।
श्यामां घनस्तन तटां सकलीकृतौ च
ध्यायन्त एव जगतां गुरवो भवन्ति ॥३०॥

کلپانتہ اگنہ پاٹھ گہہ سُسس ہی موج
سا روئی بیہ قایم کرنس پٹھ
ریم شامہ روپ سُندر چان دھیان چھی داران

سمسارناشس پٹھ ژہ چمکان
چھک ژہ تلہ امرتک ورُشن کران
تم موج جگتک گورُو چھی سپدان

विद्यां परां कतिचिदऽम्बर मम्ब! केचि-
दानन्द मेव कतिचित्कतिऽचिच्च मायाम् ।
त्वां विश्वमातुरऽपरे वयमामनाम
साक्षादऽपार करुणां गुरुमूर्ति मेव ॥३१॥

کینہہ چھیٔ تہز ودیا کینہہ چھیٔ آنند
کینہہ جگت ماتا ساکھیات حدہ روس

کینہہ چھیٔ مایا روپ ژہ مانان
دیا سروپ گورو روپہ اسی ژہ زانان

कुवलय दल नीलं बर्बर-स्निग्ध केशं
पृथुतर कुच भारा-क्रान्त कान्तावलग्नम् ।
किमिह बहुभिरुक्तै-स्त्वत्स्वरूपं परं नः
सकल भुवन मातः सन्ततं सन्निधत्ताम् ॥३२॥

کُولیہ برگ پاٹھ چھک ماج ژہ چمکوتی
سُندر گمر سُسس سینہ بون تراوتھ
زیادہ ونتھی کیا نیری حاصل جگتیچ ماجی

دار شُت ژہ ہی موج سُندر کیش
ہی موج آسوتی ژہ جگتیچ ایشس
سنماکھ ہر روز تم نیت دتم تیوتھ سندیش

— ❋ ❋ ❋ ❋ ❋ ❋ ❋ —

सकलजननीस्तवः। पञ्चमः।

अजानन्तो यान्ति क्षयमवशमन्योन्य कलहै-
रमी मायाग्रन्थौ तव परिलुठन्तः समयिनः।
जगन्मातर्जन्म ज्वर भय तमः कौमुदि! वयं
नमस्ते कुर्वाणाः शरणमुप[illegible]मो भगवतीम् ॥१॥

نزانہ ولن موڑکھ پانہ وینہ رٔڑ رٔڑ — اوش پاٹھ ناشہ بہاوس چھِی واتان
یمئے مثہ وادی مایائی ہند نئی — گنڈ نئی پھستھ ڈولہ ڈولہ گژھان
ہی جگت ماتا اسی جنمکہ جرٔ — بھئے کہ تمہ کوی چھندرمہ ژہ باسان
امرت شرن چھی شُنمکھ ہی موج — گلٔ گنڈِتھ اسِ ژہ کُن پرنام چھی کران

वचस्तर्कागम्य स्वरस परमानन्द विभव-
प्रबोधाकाराय द्युति तुलित नीलोत्पल रुचे।
शिवस्याराध्याय स्तनभर विनम्राय सततं
नमो यस्मै कस्मैचन भवतु मुग्धाय महसे ॥२॥

وانی کنِ وچارکنِ چھک ژہ موج نہ پراونی — چھک ژہ چیتن سروپ پرمہ آنند
تیلی اوتھ یلہ یوشہ دِنتی [illegible] س — ژی شوبھایمان بیہ گیان تہ آنند
شوس چھک آرادینی جگتس برٔھاوان — گیانہ کریا روپہ تنہ یارِی رکن
نمسکار آسنئے تتھ کتھاینہ تیرٔس — سارنی موہس اندر اتان ژہ یی رکن

लुठद्गुञ्जाहार स्तनभर नमन्मध्य-लतिका
मदक्लृप्तभ्रूभ्रमः कर्ण गुणित नीलोत्पल रुचम्।
शिवं पार्थ त्राण प्रवण-मृगया कार-गुणितं
शिवामन्वग् यान्तीं शबर महिमन्वेमि शबरीम् ॥३॥

رچہ فل ہارٔ ژہ نالی تہ یارِی نمتھئی — زادِل کمرِ یُس ژہ موج شوبھان
پھمٹہ گومہ سیت کمہ فرٔ ژہ شوبوتی — تیلی اوتھ یلہ پوشہ رنگہ چمکان
ارجنس لیچھنے تس شیوس پتہ پتہ — دارمٹ تندکاری روپ کُس ژہ آسون
تتھ تندکاری بھائی روپس ہی موج بوانی — گلٔ گنڈِتھ ژی امرت چھو سے شرن

मिथः केशाकेशि प्रथन निधन स्तर्क चटुला
बहुश्रद्धा भक्ति प्रणय विषया श्रास - विषयः।
प्रसीद प्रत्यक्षी भव गिरिसुते! देहि शरणं
[illegible] ॥४॥

...ت کردن چھی مسں کڈان اکھ اکس
...ستھاہ پُرش بھکتی کن تہ پریمہ کن
...ی ماج پرکرٹ بن اسہ پتھ پرسن بن
...سہ چھی چنچل منہ سِس تھیہ روستی

لڑ لڑ تمن پتہ ناش چھو سپدان
شردھائی کن چانی پوٗرا کران
سنتوشٹھ بن اسہ روز بچاوان
تھیپ کراسہ موج تنہ چھی ڈول گڑھان

शुना वा वह्नेर्वा खग परिषदो वा यदशनं
कदा केन क्वेति क्वचिदपि न कश्चित्कलयति ।
अमुष्मिन्विश्वासं विजहिहि ममाह्लाय वपुषि
अपहंथा श्चेत: सकलजननीमेव शरणम् ।

ہی منہ یتھ شریرس پتھ نہ اعتبار
...ر وقتہ کتھ جایہ کتھ پاٹھہ کمہ طریقہ
...میانی من گژھ شرن جگتچہ ماجہ کن

چھوی خوراک نی اگنک یا پنکھی کھیوان
ہیٔی پتھ شریر کر کانہہ نہ زانان
شریرچ ممتا جلد ژہ ترٲو ن

अनाद्यन्ता भेद प्रणयरसिकापि प्रणयिनी
शिवस्यासी यत्त्वं परिणय विधौ देवि गृहिणी
सवित्री भूतानामपि यदुदभू: शैल तनया
तदेतत्संसार प्रणयन महानाटक मुखम् ॥ ६

آدِ انت روس بیہ بھید روس پریمہ روپ
وواہ ودھی کن ہی دیوی چھک
ہی ہمالہ کوری جیون کران ژہ پیدہ

آستھ تی چھک شیوسنز پریمہ روپ
تس ہادیو سنز گرٲھنی روپ
سمسار لیلا چھی چون جشنہ روپ

ब्रुवन्त्येके तत्त्वं भगवति सदन्ये विदुरसत्
परे मात: ! प्राहु स्तव सदसद्न्ये नु कवय:
परे नैतत्सर्वं समभिदधते देवि सुधिय-
तदेतत्त्वन्माया-विलसित मशेषं ननु शिवे !

ہی دیوی کِنہہ چھی ونان ژہ تتو روپ
کِنہہ چھی ونان تھد کھوتہ تھد کٲموج
کِنہہ چھی ونان انز واچ ژہ اسُون

کِنہہ چھی ونان ست کِنہہ است روپ
کِنہہ دانا ونان ست است روپ
کِنہہ ونان یہ ساروی چھو چون کھولنہ...

तड़ित्कोटि ज्योति-र्द्युते दलित षड् ग्रन्थि गहनं
प्रविष्टं स्वाधारं पुनरपि सुधावृष्टि वपुषा
किमप्यष्टात्रिंशत्किरण सकली भूत-मनिशं
भजे धाम श्यामं कच भरित बर्बर कचम् ॥ ८

کروِرہ اُوزملہ سمان چانی ونتی
سوآوار چکرس ببہ تورہ نیران
38 کلا روپ جگت وِکسا وِتھ
تتھ شامہ رُوپس ہی موج بوانی

کنٹھِن شُن گنڈان ژرٹھ چھک اژان
امرت ورشن شروپہ رکن وسان
تنہ باری نمنھی کیش ژہ چمکان
گرِی گرِی روزہ ہا بو سیوا کران

चतुष्पत्रान्तः षड्दल भग पुटान्त स्त्रिवलय-
स्फुरद् विद्युद्वह्नि द्युमणि नियुता भद्युतियुते ।
षडश्रं भित्त्वादौ दशदल मथ द्वादश दलं
कलाश्रं च द्व्यश्रं गतवति नमस्ते गिरिसुते ! ॥१९॥

چوتُش دلہ کملہ منز نیرِتھ شَٹھ دلس
اوزملہ چمک زن ساسہ بدسریہ زن
شَٹھ دلہ ژٹتھ دشہ دلہ پیتہ دوادشہ دل
دودلہ منزہ دراچہ تُس کنڈلنیٔ

ترِکونس منز ساڑھ تری وار سرپا کار
شکھتی کُنڈلنی رَتھی ژہ چمکان
پیتہ شوڈشہ دلہ پیٹھ چھی نیران
ہی گرجی چھُس تتھ سروپس نمسکار کران

कुलं केचित्प्राहु-र्वपुर कुलमन्ये तव बुधाः
परं तत्संभेदं समभिदधते कौलमपरे ।
चतुर्णामप्येषा मुपरि किमपि प्राहुरपरे
महामाये ! तत्त्वं तव कथमुमी निश्चिनुमहे ॥२०॥

کینہہ گیانی ونان چھ ۳۶ تتو روپ
کینہہ ونان چھُیٔ ژہ موج شیو شکھتی روپ
کینہہ ونان تھدہ کھوتہ تھد کوستانیہ سروپ

کینہہ گیانی ونان ژہ پرمہ شیو روپ
کینہہ ونان امہ کھوتہ تھد چھو چون روپ
ہی مہا مائی کتھ پاٹھ نشچے
بہ اسہ کوستا چھو چون موج سروپ

षडध्वारण्यानीं प्रलय रविकोटि प्रतिरुचा
रुचा भस्मीकृत्य स्वपद कमल प्रह्व शिरसाम् ।
वितन्वानः शैवं किमपि वपु रिन्दीवर रुचिः
कुचाभ्यामानम्रः शिव पुरुषकारो विजयते ॥२१॥

ژہ وتی سِتس جنگل پرلیے کالس پیٹھ
پنن بھکتن بم چانن پچرن
شیو منز کوستانیہ سروپ ژہ دفتی سِتس

کرور دفتی سِتس ژہ پرزلان
پیٹھ تقوان مستک چھک تمن رچھان
گیان کریا تنہ باری نمتھ ژہ شو بھان

شیو سُندر پورشہ کارچھک موج ژہ آسونیہ    تتھ شکتی روپس ژی نمسکار کران

प्रियङ्गु श्यामाङ्गीं कुरुङ्ग तरवासः किसलयां
समुन्मीलन्मुक्ता फल बहुल नेपथ्य कुसुमाम् ।
स्तन द्वन्द्व स्फार स्तबक नमितां कल्पलतिकां
सकृद् ध्यायन्तस्त्वां दधति शिव चिन्तामणि पदम् ॥१२॥

پنگہ پوشہ پاٹھ شامہ سُندر شریرس
پھولمتہ مختہ بیہ پوشہ لباسہ سیس
ہی دیلوی چھک ژہ کلپہ تہر آسونیہ
سوی شیو روپی چنتامن رتن

سرخ وستر چھک ژہ دارانی
تنہ بار نمتھی ژہ شوبھانی
یُس اکہ لٹہ چون دھیان دارانی
چانی دیلئے کن پھو پراوانی

प्रकाशानन्दाभ्यामविदितचरीं मध्य पदवीं
प्रविश्यैतद् द्वन्द्वं रवि शशि समाख्यं कवलयन् ।
प्रविश्योर्ध्वे नादे लय दहन भस्मीकृत कुलः
प्रसादात्ते जन्तुः शिव मकुलमम्ब प्रविशति ॥१३॥

گیان کن کریای کن فیرتھ سوسمنا
اُردہ نادس اژرت چت ویمرشہ اگن کن
تمہ پتہ چانی انوگرہ کن سادھک

اندر اژرت دوشیونی گراس کران
سارنی جکرن بھسم چھہ کران
اونا شہ شیو پدس پیٹھ چھو واتان

षडाधारावर्तै रपरिमित मन्त्रोर्मि पटलै-
श्चलन्मुद्रा फेनै र्बहुविध लसद् दैवत झषैः ।
क्रम स्रोतोभि स्त्वं वहसि परनादामृत नदीं
भवानि! प्रत्यग्रा शिव चिदमृताब्धि प्रणयिनी ॥१४॥

6 چکرہ آولنہ نشہ منتر ملکو نشہ
کرم روپہ گاڈو نشہ کرمکہ دریاو نشہ
ہی اموج واتان چھک نوس دریاوس

مُدرائے کفہ نشہ یلہ ژہ نیران
پرہ ناد امرتہ روپہ یلہ چھک وسان
شیو روپہ چت سندرس منتر ژہ روزان

महीपाथो वह्नि श्वसन वियदात्मेन्दु रविभि
र्वपुर्भि ग्रस्तांशै रपि तव कियानम्ब! महिमा ।
अमून्यालोक्यन्ते भगवति न कुत्राप्यणुतरा-

मुवस्थां प्राज्ञानि त्वयि तु परम व्योम वपुषि ॥१५॥

پرتھوی جل اگن وایو تہ آکاش
امشو کن بنا وست چھی ژہ پانژے
چانس پرمہ آکاشکس سروپس

سرید چندرمہ بیہ جیو آتما
کوتاہ چھو موج بوانی چون ہما
منز چھنہ یم تی کونی وجودس ایوان

मनुष्यास्तिर्यञ्चो मरुत इति लोकत्रयमिदं
भवाम्भोधौ मग्नं त्रिगुण लहरी कोटि लुठितम् ।
कटाक्षश्चेदत्र क्वचन तव मातः करुणया
शरीरी सद्योऽयं व्रजति परमानन्द-तनुताम् ॥१६॥

منشِ چاروائی تہ دیو تریلوکی
کرور بیرہ ست رج تمہ لہرن منز
یدوے یمن منز بہ کینسی چون کٹاکھ
پرمہ آنندکس سروپس سو جلد یی گ

سمسار سندرس منز چھی پھٹمت
۳ گن ملکن منز ڈولہ چھی گیمت
ہی ماتا سو زیو ادہ چھو وا تان
پرمپد دیلئے چانی کن چھو پراوان

कलां प्रज्ञामाद्यां समय मनुभूतिं समरसां
गुरुं पारम्पर्यं विनय मुपदेशं शिव कथाम् ।
प्रमाणं निर्वाणं परम मतिभूतं परगुहां
विधिं विद्यामाहुः सकल-जननीमेव मुनयः ॥१७॥

ہی جگت ماتا منیشور چھی ژۓ ونان
گورہ پرم پراونی اپدیش شو کتھا
رھسہ گیان مریادا تہ بیہ ودیا شکتی

کریا بدھ آد انوبو سمتا
پرمان نرمان پرتیکھ تہ انمان
جگت ماتا چانی سروپ چھی یم ونان

प्रलीने शब्दौघे तदनुविरते बिन्दु विभवे
ततस्तत्त्वे चाष्टुध्वनिभि रनुपाधिन्युपरते ।
श्रिते शाक्ते पर्वण्यनु कलित चिन्मात्रगहनां
स्वसंवित्तिं योगी रसयति शिवाख्यां परतनुम् ॥१८॥

شبد سمُوہ روکاو تہ پتہ بندہ وبھوگا لتھ
تتوس پتھ آتم سروپس اوپادھی رستس
شاکھتی مارگک آشریہ چھی یم رٹان
سابھاوک شو سروپس تم پراوان

لیشہ گیان چت آکاشس منز لین کرتھ
نادہ روپہ پرہ امرتس منز روکاو تھ
چیتن ماترک ہیبہ تم ومرشس کران
تھدس شو سروپس تم سواد کران

परानन्दाकारां निरवधि शिवैश्वर्य वपुषं .

निराकार ज्ञान प्रकृति मुनवच्छिन्न करुणाम् ।
सवित्रीं लोकानां निरतिशय धामास्पद पदां
भवो वा मोक्षो वा भवतु भवतीमेव भजताम् ॥१९॥

حدہ روس پرمہ آنند روپہ چون دھیان
نرو کار گیانز روس حدہ روس دیا روپہ
تس برو بریٔی چھۓ موکھ یا سمسار

شیو ایشوری روپہ یس مانان
جیو پیدہ کرون یس ژہ مانان
تس کونی روپہ چانی سیوا کران

जगत्काये कृत्वा तमपि हृदये तच्च पुरुषे
पुमांसं बिन्दुस्थं तमपि परनादाख्य गहने ।
तदेव ज्ञानाख्ये तदपि परमानन्द विभवे
महा व्योमाकारे त्वदनुभवशीलो विजयते ॥२०॥

جگت کایاے منز چھک ہردیہ ژہ آسوینہ
آتمہ پرشس منز بندو ٹھیکت
نادس منز گیان روپ چون آسوت
ہی جگت ماتا جۓ کار تمنی

ہردیس منز چھک آتمہ دیو روپ
بندس منز چھک پرہ ناو روپ
گیانس منز پرمانند وبھو روپ
یم کرن چون انوبھو مہاکاشہ روپ

विद्ये विद्ये वेद्ये विविध समये वेदजननि
विचित्रे विश्वाद्ये विनयसुलभे वेद गुलिके ।
शिवाज्ञे शीलस्थे शिव पदवदान्ये शिवनिधे
शिवे मातर्मह्यं त्वयि वितर भक्तिं निरुपमाम् ॥२१॥

ہی کریا شکھتی گیان شکھتی وودھ
ہی وچتر روپی چھک ژہ جگتچ آد
شیو اگنیاے منز ژی سبھاو روپی
شکھ توی خزانہ چھک آسوینہ ژہ ہی ج

سدا نشتا آچار روپ ہی وید ماتا
وندے کن ژہ پراونی ژہ ویدچ سار
شیو پد دیوان ژی ژہی ماتا
بے حد بھکتی دیتہ سے ہی ماتا

बिधे मुण्ड हत्वा यदकुरुत पात्रं करतले
हरिं शूल प्रोतं यदगमय दंसा भरणताम् ।
शूलंचक्रे कण्ठे यदपि गरलेनाम्ब! गिरिशः
शिवस्थायाः शक्ते स्तदिद मखिलं ते विलसितम् ॥२२॥

برہما سُند کلہ الگ کرتھ تتھ کلس
پننے فیکی کوٗیَ بناوِن زیور
سخت کھوتہ سختی زہر کن ہتھ شوِن
شوس پتھ ٹھیکیچہ امی شکتی ہند

پننے انتھک پاتر بناوتھ
نارایِن ترشوِس پتھ اوُرتھ
ھوُڈ لیِس پننوی شو بہراوِن
ئی شُورِدی پونی ولاس چھو آسوُن

विरिञ्च्याख्या मातः ! सृजसि हरिसंज्ञा त्वमवसि
त्रिलोकीं रुद्राख्या हरसि विदधासीश्वर दशाम् ।
भवन्ती सादाख्या शिवयसि च पाशौघदलिनी
त्वमेवैका ऽनेका भवसि कृत भेदे गिरिसुते ॥२३॥

برہما ناوہ کن کران پیدہ ترلوکی
رودرہ ناوہ کن ژیٗ چھک کران سمہار
سداشیو ناوہ کن جگتس دیوان سکھ
ہی ہمالہ پتری جیٗ کوٗنی آستھ

نارایِنہ ناوہ کن چھک ژہ تتھ رچھان
ایشر دشا چھک ژی داوِن
پاشن ہند سموہ ژی گالان
بیون بیون کامیو کن ایک ژہ باسان

मुनीनां चेतोभिः प्रमुदित कषायै रपि मनाक्
अशक्ये संस्प्रष्टुं चकित चकितै रम्ब सततम् ।
श्रुतीनां मूर्धानः प्रकृति कठिनाः कोमलतरे
कथं ते विन्दन्ते पद किसलये पार्वति! पदम् ॥२४॥

ہی ماتا یم منیشور چھی منہ کیو
تم تی خوچ خوچ موج چانن پادن
اُپہ نشدھ سبھاوکن کٹھن پانہ تم

گلیتو دوٗشو سیتی آسوٗنی
سپرش کرنس پتھ چھنی نہ ھیکون
چانن پرن کملن ہنزہ جائے پراون

तडिद्वल्लीं नित्या मृत सरितं पार रहितां
मलोत्तीर्णां ज्योत्स्नां प्रकृति मगुणग्रन्थि गहनाम् ।
गिरां दूरां विद्या मविनत कुचां विश्व जननी-
मपर्यन्तां लक्ष्मी मभिदधति सन्तो भगवतीम् ॥२५॥

اوٗزملہ روپ اپار امرت ندی روپ
وانی نشہ دور ژی تھنز ودیا مروپ
چھنی ونان ست زن ہی دیوی چانی

نرملہ چندرمہ ترگن روپ
گیان کریا تو نمتھ جگت ماتا روپ
یم روپ نہ بیہ اننتہ لچھمی روپ

शरीरं क्षित्यम्भः प्रभृति रचितं केवल मिदं-

सुखं दुखं चायं कलयति पुमां श्चेतन इति ।
स्फुटं ज्ञानानोऽपि प्रभवति न देही रहयितुं
शरीराऽहंकारं तव समय बाह्यो गिरिसुते ! ॥२५॥

پرتھوی جل اگن والیو تہ آکاش
ساکھ دُکھ ابیو زانان پورشہ چیتن
ہی ہمالہ پُتری شریرک اہنکار

چھوٗی یمن پانچہ توٗتن شریر بنان
نمود پاٹھ جیوا تھوک انو بو کران
چھونہ جیو چانی انوگرہ روس تراوان

पिता माता भ्राता सुहृदनुचरः सद्म गृहिणी
वपुः पुत्रो मित्रं धनमपि यदा मां विजहति ।
तदा मे भिन्दाना सपदि भय मोहान्धतमसं
महाज्योत्स्ने! मात भव करुणया सन्निधिकरी ॥२६॥

مُول ماجی بھائی بند نوکر تہ گرہنی
یمی وقتہ تراونم تمی وقتہ بھئے موہ
ہا پرکاشہ روپہ بنتھ دیائے کن ماجی

شریر پُتر مِتر گھرہ بیہ دھن
اندکارس جلد جلد چوٹنی ین
نزدیک ٹھہرت شُتمکھ مہ ین

सुता दक्षस्यादौ किल सकल मातस्त्व मुदभूः
स दोषं तं हित्वा तदनु गिरिराजस्य तनया ।
अनाद्यन्ता शम्भोरऽपृथगपि शक्ति भगवती
विवाहाज्जयासीत्त्वमिह चरितं वेत्ति तव कः ॥२७॥

ہی جگت ماتا گوڈہ پتھ آسکھ
دوشہ کن چھنتن سوئی ژی تراوتھ
آد انتہ رستس بس شیوس نشہ چھکنہ
دواہ روسہ ور دارتھن ژہ شنکر

دِکھی پہر جا پتہ منسر ژی کماری
پتہ بنیاکھ ژی ہمالہ پُتری
زاہ تہ بیون ہی شاکھتی بھگوتی
تم چانی چرتر کوس زانمی

कणास्त्वद्दीप्तीनां रवि शशि कृशानु प्रभृतयः
परंब्रह्म क्षुद्रं तव नियत मानन्द कणिका ।
शिवादि क्षित्यन्तं त्रिवलय तनोः सर्व मुदरे
तवास्ते भक्तस्य स्फुरसि हृदि चित्रं भगवति ॥२८॥

ہی دیوی سریہ چندرمہ بیہ اگن
پرم برہم چھوی چانی نیتہ آنند منزہ

چانی دفتی ہنزو چھی اکھ ریزہ
شوٗن چھوی اکھ لوکٹ ہشہ لشہ

شونانتھ سندی پٹھ پرتھوی تولتس تانیہ — سارنی ژہ کنڈلنی روپہ روزان
آشچر چھو مج چون بھکتن چھک چھپی — ہردیس منز پرکٹ پاٹھ چمکان

त्वया यो जानीते रचयति भवत्यैव सततं
त्वदैवेच्छत्यम्ब त्वमसि निखिला यस्य तनवः ।
गता साम्यं शम्भु र्वहति परमं व्योम भवती
तथाप्येवं हित्वा विहरति शिवस्येति किमिदम् ॥३०॥

چانی کن زانان چانی کن یچھان سوی — چانی کن سو شیو جگت چھوی بناوان
ژی چھک تس سروپ چانی کن چھوی — سوی سوامہ بہاوس پٹھ واتان
یلہ تراوان ژہ موج تلہ چانس پرمہ — آکاشس منز لین سپدان

पुरः पश्चादन्त र्बहि रपरिमेयं परिमितं
परं स्थूलं सूक्ष्मं सकुल मकुलं गुह्य मगुह्यम् ।
दवीयो नेदीयः सद् सदिति विश्वं भगवतीं
सदा पश्यन्त्याज्ञां वहति भुवन क्षोभ जननीम् ॥३१॥

برونٹھ پتہ اندرہ نبرہ لوک بڈ موڈ سکھم — شیو روپ شکھی روپ گفتہ نود روپ
دور نزدیک ست است ژوپہ لیش جگت — تتھ سر شٹی تھت سمہار چھی کروتی
جگیچ آگنیا کار ژہ زانتہ ایوان

मयूखाः पूष्णीव ज्वलन इव तद्दीप्ति कणिकाः
पयोधौ कल्लोल प्रतिहित महिम्नीव पृषतः ।
उदेत्योदेत्याम्ब त्वयि सह निजैः सात्त्विक कुले-
भजन्ते तत्त्वौघाः प्रशम मनु कल्पं परवशाः ॥३२॥

سیریہ سندکرن زن اگنیچہ تمبری زن — سمندرن ہلکن ہنزہ پانیہ چھکہ زن
تتھے پاٹھ شو پٹھ پرتھوی تولتس تانیہ — پرتھ کلپانتس اوتھاوتھ لئے سپدان

विधु र्विष्णु र्ब्रह्मा प्रकृति रणु रात्मा दिनकरः
स्वभावो जैनेन्द्रः सुगत मुनि राकाश मनिलः ।
शिवः शक्ति श्चेति श्रुति विषयतां तामुपगता
विकल्पै रेभि स्त्वामभि दधति सन्तो भगवतीम् ॥ ३३

چندرمہ وشنو برہما بیہ سریہ — مایا سبھاوتت جیو تہ آتما
آکاش وایو شوشکتی یم یاد — بھیدکن ویدکن پٹھ یم واتان
ست جن یمو نادو کن بن بن — ہی موج لوانی جی چھی سموان

प्रविश्य स्वं मार्गं सहज दयया दैशिक दृशा
षडध्व ध्वान्तौघ च्छिदुर गणनातीत करुणाम् ।

परानन्दाकारां समदि शिवयन्ती मपि तनुं
स्वमात्मानं धन्या श्चिर मुपलभन्ते भगवतीम् ॥ ३४॥

قدرتی دیاے کن گورد سنزی نظری کن
تمنی شرٗوتی سٕتٕس سمارہ اندکار
پرمانند کوی سکھ دیوان ژہ تمنی

یم شکھتی مارگس منز پرویش کران
دیایے کن موج چھکھ ژہ گالان
تمنٕے بھاگوان موج چھکھ ژہ پراوان

शिवस्त्वं शक्तिस्त्वं त्वमसि समया त्वं समयिनी
त्वमात्मा त्वं दीक्षा त्वमयमुणिमादि र्गुण गुणाः ।
अविद्या त्वं विद्या त्वमसि निखिलं त्वं किमपरं
पृथक् तत्व तत्त्वो भगवति न वीक्षामह इमे ॥३५॥

ژی چھکھ شوٕے ژی چھکھ شکھتی
ژی آتما چھکھ اپدیش چھکھ ژی
ژی اودیا ودیا جگتک پدا رتھ

ژی سمٕے تتھ زانہ وینہ چھکھ ژی
ژی انما دکھ اشٹھ سدھی ژی
ژہ نشہ کانہہ تتھ چھی نہ بون ابی زانان

असंख्यैः प्राचीनै र्जननि जननैः कर्म विलया-
द्गते जन्मन्यन्ते गुरु वपुष मासाद्य गिरिशम् ।
अवाप्याज्ञां शैवी क्रमतनुरपि त्वां विदितवान्
नयेयं त्वत्पूजा स्तुति विरचनेनैव दिवसान् ॥ ३६॥

ہی ماتا اسنکھ پرانن جنمن ہند
گورد شوسروپ لبتھ شکھتی سروپ پراوتھ
چانی توتا تہ پوجا کرون بہ روز سے

کرم گلنہ کن اونیہ جنم پراوتھ
وارہ پاٹھہ موج چون سروپ زانتھ
تتھ سیرت زھنہ بو ون دن کناوتھ

यत् षट्पत्रं कमल मुदितं तस्य या कर्णिकाख्या
योनि स्तस्याः प्रथित मुदरे यत्तदोंकार पीठम् ।
तस्मिन्नन्तः कुचभर नतां कुण्डलीतः प्रवृत्तां
श्यामाकारां सकल जननीं सन्ततं भावयामि ॥ ३७॥

سو ادھشٹان چکرس منز شٹھ دل
تت منز آسون لیس چھو بیچوک کوشش
اومکار چہ جاے پیٹھ واس کرونی
تس شامہ سندر مورتی دارونی

پمپوش لیس چھوی موج آسون
بیچہ کوشس پیٹھ اومکار چہ جاے
پوس کنڈلنی چھکھ ستی ژہ روزان
جگت ماتاے ژی نت بہ سمران

भुवि पयसि कृशानौ मारुते खे शशाङ्के
सवितरि यजमानेप्यष्टधा शक्तिरेका ।
वहति कुचभराभ्यां या विनम्रापि विश्वं
सकल जननि सा त्वं पाहि मा मित्युवश्यम् ॥ ३८॥

پرتھوی جل اگن وایو آکاشس
چھکھ کوی شکھتی گیان کریا روپ
سوی چھکھ سادی جگتچ ژی ماتا

سریہ چندرمہ جمن یمن آتمن
تنہ پاپی تمنھی جگت چہ داران
اوشن پاٹھی چھ ژہ کرسون پالن

समाप्त



